۷۸۶

# کاشُر رموزِ بیخودی

اقبالؒ

# حیاتُک پیغام

کامگار



... رن اصفہانہٕ پانہٕ اقبالن کشیر
... رو شولہ مارن اوس داین بم تہٕ زیر
مانچھرٕ تہٕ دُود میوٗل باہم نالہ موٚنٛز کوٚرُ دُوشوٗی
کاشرن اَدہ کامگارن چوٚدٕ جامِ شہد و شیر

# کأشر رموزِ بیخودی

ترجمہ کرن وول

غلام رسول کامگار

کشتواری

چھُو کاشرِ زبانۍ ہندس پرتھ قدردانس پیشکش کران

مطبوعہ کوہِ نور پریس ۔ سرینگر کشمیر

# کأشر رموزِ بیخودی

## اقبالؒ

# حیاتُک پیغام

## کامگار

زندہ رُود اوس نہ اصفہانک پانہ اقبالن کشیرِ ہا روزن دراُمُت شولہ مارن اوس واپن بم تہ زیر
مانجھ تہ دُودھ میول باہم نالہ موت کور دُخشوُدی کاشرن ادہ کامگارن چھو جام شہد و شیر

کوہِ نورُ چھاپ سرینگر

میلنک پتہ :-

# تعارف

فخرِ ملت کشمیری الاصل، ترجمانِ حقیقت، علامہ ڈاکٹر سر محمد اقبالؒ
کی مایۂ ناز تصنیف رموزِ بیخودی فارسی کا جس محنت و کاوش سے غلام رسول
کامگار کشتواڑی نے کوہکن بنکر کشمیری میں منظوم ترجمہ کیا ہے۔ وہ ایک بحرِ بیکراں
کو کوزے میں بند کرنے میں کامیاب ہوئے ہیں۔ آپکی قلمی کاوش کشمیری ادب کے افق
پر ایک درخشندہ ستارے کا اضافہ کر رہا ہے چنانچہ محکمۂ کلچرل اکاڈمی نے بھی
داد دیتے ہوئے حوصلہ افزائی فرمائی ہے۔ فاضل مترجم ریاست جموں و کشمیر کے ادبی
حلقوں کے مایۂ ناز بزرگوں میں بلند تر درجہ رکھتے ہیں، اور آپکی ذہنی کاوشوں سے
اس ریاست کے ادبی حلقے ہمیشہ مستفید ہوتے آئے ہیں۔

ضرورت ہے کہ کشمیری زبان کے بہی خواہ و اہلِ وطن علم دوست حضرات اور
تعلیمی لائبریریوں کے ارکان بنظر قدردانی مصنف کی حوصلہ افزائی فرماویں مصنف
کا دلی ارادہ اسکی آمدنی کو کسی مقدس مقصد پر صرف کرنیکا ہے۔ جیساکہ پیشتر بھی صرف
کیے جاچکے ہیں۔ وباللہ التوفیق۔

خواجہ عزیز الدین ایم۔اے۔ ایل ایل۔ بی، کے۔ سی۔ ایس۔ آئی۔ اے
اینڈ اے۔ ایس (انڈین آڈٹ اینڈ اکاونٹس سروس)

باسمہٖ سبحانہٗ

ندا کرزٕہی برتھ نامِ خُدا کو بن رموزِ بیخودی ہُند آشنا

# ملّتِ اسلامیہ کِہ دربارٕک تحفہ

چھُک حقن قومن اندر کرمت پسند

کائنا تک دورہ گو ینہٕ چانہٕ بند

جانٕی عالمِ مسلمن ہی شاندار

دادِ لد چانی دلن ہُند غمگسار

وکِہ ہُندس لولس کرتھ دل مُوتی بنِن

پرزہ ناوِتھ کرہ ہنگوتھ جلوہٕ بنِن

ی فلک مُشتِ غبارا کو بیہ کوٗی

عالماہ مشتاق چانے ردیہ کوٗی

چھک بکن تیو تھ چھی کھورن تل ہار زن

کیاہ تماشاو چھنہ چھک کوکن بکن

حُسنہ کس کافر بچس چھک موتی گومت

دور چھک ترٕی کعبہ چے ونہ نش ہیو ممت

پوہ نیرس نش میچھر سوزک رمزٕ زٕی

تم فی منز اول کر تعمیر زٕی

تراو عشقچ کی زوش بہنہ نس اندر

عہد و پیمان تازٕ نبیس سیتھ کر

میون دل نصرانین نش لگو ڈلن

بام پردہ رویہ چا تیوک لگو وتھن

گرچہ کرم تعریف لوکہ ہند یارہ ڈٕی

زُلف و روک داستان دتو یارہ ڈٕی

براندٕہ کنہٕ بیٹھ ساقیس ڈٲکہٕ گِتھو تموٗ
قصہٕ نصرانی بچن ہندٕ وٕنی تموٗ

چأنی خمدار ابروٗن چھیُس مُور مت
مُژگرِ شہت کوٗ چھیُس اندر رچأنس پیومت

کأنسہٕ ہنٕز کرزاہ خوشامد چھیُس کران
پرٕتھ امیرس نش مہ کرٕ چھیُم سرٕ نیمان

شعرو سخنک چھیُس لو اکھ آئینہ ساز
از سکندر تھاوہس لو سے بے نیاز

کأنسہٕ ہُند احسان تلتھ چھیُس کمٕ ہیکان
لوٗزٕن باغس اندر دامن وٹان

خنجرٕ نچ ہش سخت کوشی چھیُس کران
آب چھیُس نلہٕ وٹ کنین نش لو ہیوان

چھُس سمندر موج مابیتاب چھُس

کراتھس منز پیالہ گرداب مےٚ چھُس

پردہ چھُس رنگک شیما مالو چھُس

صُبحکے واوک شکارا مالو چھُس

تمبرہِ امبرس منز بو چھُس اکھ تنگل زن

سُور چھُم لاگن مےٚ زن پنتوٗی پھرن

ڈیڈہِ تل آسے بو ہیتھ عجز و نیاز

تحفتہ اوٗ نموت چھو مےٚ سوز و گداز

آبہ رنگہِ اسمانہ زن دریا دسان

صُبحکِس پوشس مےٚ زن شبنم پیوان

جو یہ خوتہ زاویو بناوان چھُس بو تتھ

پوشہ باغس چانسی لاگان تتھ

چھکھ ژٕہ اکھ محبوب یارَس سأنسی

چھکھ ژٕہ دِل ہیوٗ مثٕر کنارَس سأنسی

شوٗر عشقُن ترآوِتھ سینَس اندر

نارِ دِلہ کِس ہیوٗم آئینس اندر

برگِ گُل زَن سینہ چھُس پارٕ کرٕنی

برٛوٗٹھہ کُن اوٗیزان یِہ آئینہ تھوٗنی

میتھ کرٕکھ دِیدا ژٕری ہینہٕ نے رُخک

پانہٕ سینک قید ہینہٕ نے کاکُلک

بوزٕ نافے بییہ شر چیانِوِی قیصہِ برۄن

تازٕ کرٕہا جانہٕ سینک داغ برۄن

بےٚ خبر قومَس چھ مُٹھمٕژ زِندگی

چھیس منگن حقس لِیو تَس کرٕ زندگی

نیصف راتکہ وقتہ لو نالہِ دِلوٗنی

لوٗس اکھ عالم شوٗنگیتھ تہ بوٗزوٗنی

میوٗن زوٗن سکینہ نِش محروٗم اوس

ورِد مینے یا حیؐ و یا قیوٗم اوس

آرزوٗ اوٗسم یہِ تمہ کُی خون کرُم

اشکہ بدلہ زن میہ تِی چشموٗ ہرُم

کوٗتِ کالا زن گلا لک ہیوٗ دزُن

کوٗت کالا صُبحہ نِش شبنم بچھُن

یآتی پانس آش لو ہارن شمع زن

آتہ گٹس چھُس پتر لارن شمع زن

جلوہ ہوٗرہ رادِتھ میہ تن چھم گاجہ

زن لوکن کِش مجلساہ پیرآو ہشر

چھم نہ فرصت سینہ چھم مردم وزن
جمعہ کرہ ہفتس اندر چھم زاہ ایون

ژہمتس بدنس اندر زن میون زو
گردہ برمت میاتہ آہک جلوہ چھو

صبحہ ازلکہ یلہ کرتس بیدا حقن
ریشمس منز عودہ کس لج کرکھ وتھن

نالہ کیاہ نہ راوہ ڈنی عشقکہ سرک
خونہ مل زن لولہ کتھ ہندہ حسرتک

خاصیت نارک دیون خاشاکس
پانبرچ شوخی شہ بخشن خاکس

داغ لالک میو چھو کافی عشقس
نال نالک اکھ گلاہ، بس عشقس

لبس پیہے اکھ پوش دستارس تھوٚے
محشراہ اکھ نِندرِ منز برپا کرے

خاکہٕ جانے اندرٕ دیوہٕ ژھلہٕ لالہٕ زار
نغمۂ یم شونگمتؠ چھ سینن ہُشیار



بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

## گوڈنیکھ فصل

# تمہید

کُنِس تہ جمائے کِس پانہٕ وآنی مِلہٕ زار کرنہٕ کِنی بیانس منٛز

چھُی جماتس منٛز رلِن رحمت کُنِس

جو ہرس سیٖنَن ہُورِ حاصِل کُنِس

یُوت طاقت چھُی جماتک یار بَن

شوُبہ وُن ہنگامہ کُی اصرار بن

حُکمِ نبیُن زٕہی زُوک تعویذہ کر

چھُی سُہ شیطان لیُس جماتہ گو نبرَ

قومن کُن زٕون اکھ اٲکِس آیینہٕ زٕان

اکہِ خیالک ہم نشین بے کینہ زٕان

چھُی رٹُن قومس اندر عزت گٔنِس

یام کُن میلن بنن عزت زٕنِس

منز جماتس چھُوی یام کُن زٕون ہِن

قطرٕ زٕان اکہِ وُٹھ گژھن قُلزم بنن

سیٖرتُک تہٕ خصلتُک سرمایہ سٕی

گیٖمتُک تہٕ ایوہ وٕنُک آیینہ سٕی

ماضیس مستقبلس یکجا کرُن

زٕان ابد ہیو آنتھ رٕستی چھُی بنُن

سوٗن دِلس تَس ذوق ہوٗرہ نکھ ملتن

کارو بارُک طورٕ ہوٗ وُس ملتن

جسم چھُس قومُک تہٕ رُوح چھُس قومہٕ کُی

قومہٕ کُی ظاہر تہٕ باطن قومہٕ کُی

بنیہ قومی بولہِ منز کتھ ستی کرِن

پیروی بنہٕ نیٚن بزرگن ہنز کرِن

جنتیچ گرمی چھ تس پوختہٕ کرِن

کُنہ ستمن یکجا تمن مِلّت بنن

گو گوٗنیٚر مضبوط اُنھی منز کشرِ تس

کَشرِ تس وحدت اَنَن منز وحدتس

بینہٕ منز یامت سِین اکھ لفظ دُور

نالسی منز مقصدک گو مختہٕ جُور

نیوٚل پتہٕ رَے لَنجہٕ نِش پیوٚ گرِ وستھ

گو بہارہ کرِ تس امیدک بَن زھِنتھ

مِلتنگ یمِہ آب زمزم چھُپِہ زاہ
نغمہٕ چھی ربہٕ گگے تسنز ژہتہ آہ آہ
مقصد وَنِش دوٗر چھی کُن زُوَن ہیٚمت
راتہ دوہ آوارہ ہیو زان سٕی گومُت
فردِ قومس منز اَژِتھ مضبوط گو
زن سیٚن صُبحُک ہوا ہیو زم رو
کھو رٕ زمینس منز گنڈِتھ شمشاد زن
چھُ وین کرِن ثابت قدم آزاد زن
یام سٕی پانڈِ آہنگ سیٚن
نام ژٕلہِ وُن رُوس بچہٕ مشکین سیٚن

# بیاکھ بند

بےٚ خودی نش ما خودی پرزہ ناوتھن
ژِ ی شکس منز پان پنٕہ نوٗی تراوتھن
نورِ حق پوشِدہ چھی خاکس اندر
جلوٕہ تمہٕ کی چھی ژ بہٕ ادراکس اندر
تسندِ غمہٕ غمگین خوشی سیٚتھ خوش ژہٕ چھوک
تسندِ دمہٕ کے انقلابہٕ زندہ چھوک
چھی شرکن الیوٚن دوٚی کر چھیں پسند
تسندِ طاقتہٕ ژہٕ تہٕ بہٕ قائیم اندہ وند
پان رچھہٕ وَن گنڈِ وُن باساز یاز
ناز سٟی کم کم بہٕ چھُن چھی درنیاز

سوزہ تسندے نار زن سینن بلند

نارہ ریہہ ہیٹھ تمبر زن تراون کمند

فطرتا زنجیرہ منز آزاد تس

چھُس جنرس تھف سننہ کی طاقتا کلس

ستی دچھوم عادی پوتس ہتھ جنگہ کی

ترگسی طاقت چھہ سینن لنگہ کی

یامہ نیرن چھی زہ خلوت ستی نیر

جلوہ تس کھوہ نہ تام تراون چھی اندر

نقش ہیر فی منز دلس ہیر لنس گھٹن

من اگر شہ ہیون ہیون تم آدہ ستی اژی بن

جبر چھس پتھ اختیار کا سر تہ ژن

عشقہ کے سرمایہ سر تا پا بر من

نازِبتھ تام ناؤکم آسن نیاز
اِکہ ووڈے گے ناز، پیدا گو نیاز

منز جمانس پان پچھے مارن خودی
پوشہ پرِگ آستھ بنن گُلشن خودی

نگتہ چھی شمشیرہ ہی زان تیز بوز
فکرِ منز نے چھی الہون گژھ دور روز



# دوٚیِم فصل

# اِنسان اِکوٹہ سِنتھ چھُو مِلّت بنان
# مِلتک تربیت چھِ پوٗرہ کرِنی نبوت

آدمن ہِندِ رلہٕ نگی باعث چھُو گیاہ

امہٕ قِصہٕ سِتے داوِہ پن رِد منّت چھُو گیاہ

منٛز جماتس چھِی گنٛڈِس آسی پرٛزنان

باغہٕ اندرٕ پوش زان تت آسی تلان

فطرتا چھِس گوٚنیر بِچی دلیہٕ انٛز زان

رٕچھینٛہ سِتے ایوان ہیٚتے در انجمن

زندگی ہندِ جنگہ کوٗی زن نار تس

زندگی ہنزِ منز وٗتے زالان تس

خوٗرے اکھ اَکنۍ در ٹان اِنسان چھی

وُرنہٕ گوٗہر منزٕ بنس ایوان چھی

زندگانی ہندِ جنگک یار تم

رٹنہٕ آمٕت یار زن ہمکار تم

تارکن ہند جلسہٕ قایم جاذبیت

زندہ تارک تارکن ہندہ جذبیت

تارکن ہند خیمہ گہ چھی کوہ تہٕ بال

نیرِ تہٕ میدان وچھ بیٹہ بالہ مال

تنسدِ کارک امین وونۍ ادم ین

ڈر کیرک تمی سندۍ فلہ نے چھوزن

سازِ چھے لیپہٕ ٹےٚ تنٛزِ شیراو کر
نغمہٕ تمیٚ سُنٛد پردہٕ ہی مایِل چھُہ کر
کرِ چھَہ پیٚسیچ تمیٚ کھیمٕہ گیٚنہٕ ذٕرتہٕ زراہ
آرزوٗ وٕک بٔرنٛزٕ تہٕ کرٕ کھیٚومُت چھِہ وزاہ

محفلاہ سامانٕ رٕوٗس نہ اِمٕٹ لوٗ ئی
بھیٚنہٕ سیٚتٕ بکٕ روٗتلِتھ مَس چھُس تتوٗی
سبزہٕ خاکس منٛز چھُہ زامُت نوٗ نوٗ ئی
سَرٕ دَرِتھ دِچھ راٹھ تِتھہٕ زامُت لوٗی

چھی دماغس منٛز بہتھ تس جنٕ نٔر دِلیوٚ
غفلہِ نشِ ژٕلِتھ تُک توٗ رےٚ عادی سوٗ گو
زندگی چھِیس خام میدان ژھوٗرٕٹ تہٕ تنگ
یامہٕ تِمیٚ چھِیس عقل میٚوہٕ ہِلوان تہٕ زنٛگ

زندگی منز گوس حاصل ہیم جان

وادِہ گَلِنی سیت چھُی تَس دِل ژٹان

دل نہ لاگن محنتس کُن، اُلٹے ژُلن

فِطرتک دامن اَتھس منز کم رٹن

وۅنہٕ رُستوی پانہٕ اِی کھوٚتِتھ تُلن

نالَہ وَدے کاتھہ ٹنگ ہیٚوٚ ڈٕلی ڈٕلی تُلَن

دلبہٕ خُدا کاتھہ بیدِہ کرِہ صاحبہ للہ

کرٚیکہِ أندرہ نغمہ شُی آسہِ یادِہ نا

وایہِ وُن گوٚژھ سازہ با آواز شُی

زندگی گوٚژھ خاکسی دِنُو تازہ شُی

ذرِہ گوٚژھ حاصل تسند پرتو کرُن

ہرشَیس گوٚژھ نو نَوِی قسمت بنُن

زنده گوڙهه اکر ڇهڪي ته منهن قالب ڪرن

جام اکھ ڊت محفلن نئن رنگ ڀرن

اڄ تسنر مارينته لب بخشان زو

فرق تيته مٺڙ پيده ڪونئين سپنئن زو

پن تمر گي بيت آسمانش مٺي ڇهوشتر

زندگي هندي ٺڪره جه زان سر بسر

پيده ڪرهي ليش ڪهن اندر چمن

تازه گنڌ ڇت نام نظر آسس بلن

ملتس گرمي تسنر ڄل ڪرن

شور ته هنگامه سي برپا ڪرن

اکھ تمر نراوان آسس منزدلس

ره گنڊن سترتا پيا آب و گلس

گاش خاکس نقشِ پا تمُند اَتھ
زِ ژ تسنز اُشناٹھ طورس کُن کرَن
بخشہ وُن پوشاکِ عُریان غفلہ سی
دیرِ غریبس مایۂ رستس مایہِ سی
تنگلن پیٹھ سی پیُن دامن تھوِ ی
کَل کھوچرِ زا التھ سولنس خالص کرِ ی
بند کڈہ وُن منز گوڈ سی بندہ سی
دیارہ مدنو نش شہ کڈہ وُن بندہ سی
چھوس ونن کر غیرِ سُند ژہی بندہ چھو کھ
بے زُون نش کمہِ ژہ زاہ شرمندہ چھو کھ
جھی سہ اکسی مقصدس کُن تس لمن - حلقۂ آئینکھ گوڈن منز تس تھوَن
نس سبق توحیدہ کیہ نکتک دِ ین - درس آئینِ نیاز کِ تس دِ یون

# تریِم فصل

# مِلّتِ اِسلامیہ کہِ بُنیادُک ارکان

## گوڈنیُک رُکُن

# توحید

غفلہِ کُرِ وارہ تلاش اَمہِ منزلُک
غفلہِ روٗٹ توحیدہِ نِش بےِ مشرکُک

کیاہ خبر تس جاےِ کوٗس چھےِ منزلچ
کیاہ خبر تس آس بینہِ نےِ ساحلچ

اہلِ حق گے رمز توحیدک رٹتھ
تیٔ اَتھِ الرّحمٰنَن عبدٕ گمٕژ گھٹتھ

پانہٕ ڈلتکھ یمہٕ ننیٔے سرَن اندر
کرٕ عمل تھٕ امتحان ژٕی در نظر

دین تیٔ حکمت تہٕ تیٔ آیٔن تیٔ
زور تیٔ طاقت تہٕ تیٔ تمکین تیٔ

جلوہ تمہٕ کُی عالمن حیران کرِن
عملہٕ ہندی شوٗی عاشقن طاقت دیون

امہٕ کِسی سالیس اندر ہیبت وتھن
خاک تیٚرسٕ کیمیا یے شک بنن

قُدرتس ایوان تسنز خوش ہندگی
چھےٚ بنن ہندس نوٕی نوٕ زندگی

تیز سپنن دو تسنز در راہِ حق

رَتھ رگن منز چھس تتن مانندِ برق

اِن کُلّ مَن فی السمواتِ والارضِ

اِلّا آتی الرحمٰن عبداً

ڈر نہ شک ساری زلن عاملِ بنن

چشمہ چھس دون عالمن سندر فرچھن

بندگی سندر درجہ بلہ محکم گژھن

بچھنہ کس بیالس چھُ جام جم بنن

### بیاکھ بند

لا الٰہ ژو دینِ برحق سایبن تن

لا الٰہ کے سانہ سانہ رچ چھی بھرن

لا الٰہ سانین سِرن سرمایہ چھُ
فِکرِ سمبراوان اُکسی جابہِ مسی
ژاو دردل حرف از لب دراویام
زندگانی منز ہورن طاقت چھِ تام
کیٚن اگر رٹہِ نقش تمہِ کی سینہِ دل
سوزِ رستوٗی دل چھُ بیک ربتہِ گل
سوزِ غمکے یام دل روشن گژھن
آہہِ سیت اکھ عالمک خرمن دزن
آب گیمت دل چھِ اَندر سینہِ نی
ہتو گٔن امر تاوِہ زن آیٔنہِ نی
زن گلالہ ژہ اِپح اسہِ منز رگن
داغہ امرِ کے بارغ زن دردل فلن

ژٕنج سیاہی حبشیس گوٚسہ خُسرو

بیُوٹھ با فاروق و بوذر رو برو

دل چھہ جایاہ وۄپ رِرِچ بنیار چی

مئُتیاشوقس چھہ ہم ہیمانگی

مُلکس فوت چھہ یکرنگی دِرلچ

روشنی حاصل چھہ اتھ طورس دِرلچ

شوٗبِہ قومس فکرو اندیشہ کُنوی

مُدعا شوٗبن ضمیرس منز کُنوی

سارِسی قومس شوٗبن جذبہ کُنوی

یچھ تہ رُتت پرزہ ناوُنکھ نُقطہ کُنوی

فِکرِ نٔے چھی سوزِ حق سازس اندر

کر چھُہ ممکن واتہ اندازس اندر

اُسؠ مُسلمانٕے چھِ اولادِ خلیلؑ
بَرٕ اَسہِ شِکمہٕ چھِپےٚ یِہےٚ اکھ بُڈ دلیل

سیت وطنس اُمّتو تقدیرِ سُر
نسب و حسب ہیٚتھ امُو تعمیرِ کُر

اصل ملّت منز وطن کیٚو تھ کیاہ ستا
آب و خاک و باد لوٗزُن کیاہ ستا

حسب و نسب ہیٚتھ تھکُن ناد اِیتا
حُکم آمہِ کُی منز تَنیٚ تن فآنِیا

چھےٚ بُنیوٗی بنیادِ ساقیٔ مِلّتِچ
منز دلس پوٚشیدہ چھےٚ بنیادِ اِچ

اُس چھِ حاضر دل چھُ گُنڈمتؠ غائبس
کر ہیٚمو بہہِ کِس آتہِ تَمہِ کِس منز غمس

رشتہ ساڈی نال کن ہندر رشتہ زن

بینہ پانہ نش نظر پوشیدہ زن

مِلّۃ ابیکم ابراھیم (آیہ شریفہ)

تیرہ نور آسہ ساڑی تیرن کنوی

فکر اکھ ہاون آگی ڈلشن اکوی

سانو مقصد تہ نتیجہ چھی آگی

اکھ خیال اکھ طرز تہ سودا آگی

کھٹ تیتنز نعمت برادر اس سین

یک زبان یک دل تہ بیہ یکجان سین



# تروٚہم فصل

نا امیدی غم تہٕ بیم یِم ترٛشوٚسے چھ گناہن ہُنٛد

مول بیہ زندگانی فنا کرٛوُن توحید چھُ یِمن

ناپاک مرضن دوٗر کران۔

نا اُمیدی موتٕکی سامان کرن

یِم پرن لا تقنطوا کوہ تِم مرن

با اُمید سِس چھی بوتس پتھ آرزو

نا اُمید سِس کِتو زُون اکھ زہر چھُ

نا امیدی چیر دیون تن قبر

کوہ اگر آسک ژیٚہ باوِی ئے پتھر

ناتوانی تہٕ ندرہ احسانک غلام

نامرادی دامنک گوٚنڈہٕ متی غلام

ناامیدی زندگانی ہنز ندرٕ

عنصرن منز چھےٚ ڈجر ژانن ندرٕ

زٕ چھےٚ اَچھ اَمرٕ منز مہٕ سیت اعمی گژھن

روزٕ روشن رات سینن گٹہٕ وسن

چھی قوائے زندگی امرٕ پھوکر مرن

زندگی ہندی ناگ چھی ساری ہوکھن

غم تہٕ نومیدی کوٚنی کھینہٕ تل شونگتھ

زٕ چھےٚ رگہٕ کینتو غم چھوٚ زن نشتر ہنتھ

چھوکھ اگر غمہٕ کس ژہٕ جیلس منز اسیر

پیٚر تہٕ لا تخزن چھیہٕ نبس نش یر شیر

پوہ رہیوی صدقک سبق صدیقئی

مست کوہ رشی ساغر تحقیقئی

مُسلِمن تسلیم کوہ تارِک سپُن

زندگی مژ رود خوش رودُس تھکُن

حق چھُو حافظ تراو غم دلشاد روز

ہوَرہ چھُو نیرُک تراو غم آزاد روز

## بیاکھ بند

عُمر زیٹھن قوتِ ایمانہ سیت

پَرِ تہ لا خوف علیہم شانہ سیت

گو اگر فرعونسی نِشس کاتہہ کلیم

دل بنِس از لا تخف کرُ ثُمی صمیم

غیرٕ سٕند ڈر چھوی عمل ویران کرن

زندگی ہندِ قافلک سی راہ زن

پوختہ عزمس منز پریشانی انن

ہمتِ عالی چھ منز فکرن پلون

بیول خاکس منز شہ چانس یام پیو

زندگی ہند شمع تابان تام ژھیو

ڈجی گژھن فطرت تہ سینن سازگار

دل نٹن لرزان گژھن اتھ بار بار

طاقتِ رفتار نیون سی کھورن

سو چینگ قوت تہ تھاون منز سرن

دشمنے ڈیشی اگر ژی کھوژہ دن

پوش زن نرادِ ژٹ ادہ موکن

خوف زن سانن کھوزن منز بندِ میٚو
یا چھو صدرس ہٕنز بدری سیلاب ہیو

چھے نہٕ نیرن صاف اگر آواز چاہیں
خوفٕنی گرزم چنٕگچ تار چیاہیں

دِس کنٕس در نغمہٕ بیتھ تھدٕ پٕنہٕ گرٛزن
آسمانس نالہ سیت نالہ گرٛزن

مونہٕ کے اقلیمہٕ کی جاسوس ہیم
گوٚٹ اَندرٕ کٕن زن چھو موتک حرفِ میم

زندگی برہم کرٕن آمِہ چی نظر
زندگی ہٕنز زورِہ نیوٚن کٔنہٕ خبر

یِس شراپوشیدہ چھُی تٔمیے منز دِلس
اصلِ باعث چھُی تمیک اکھ بیم بس

اکھ خوشامد بیہ ائز مکر و دغا

یِم چھِ سینۍ ہمیہ ہیت ساری بپا

نالہ چھس ائز یک تہ بیہ مکرک لباس

ماجہ ہنزہ گو چھ دامنس منز فتنہ ساس

ہتھس منز چھنہ کانہہ مضبوطیا

نھش گژھن ناسازگاری کُن ہیٹھا

فکرِ منز یمی حضرتن ہند رمزان

شرک خوفس منز گژھت تمہ ڈیٹھی نوُن



# پانژہم فصل

تیرہ نی جنگس اندر شمشیرہ دُن

سِیتڑ حق گرہ تمُی علی الاعلان نن

بیرہ زن جوہر ژیئہ چھے قاقس اندر

ذوالفقار آ ءِ ژچھ ژیئے درشس اندر

سیف حقہ سُند چھُی زیئہ قوت منژ مژہن

چھِک شفق شامس کلس ٹیٹھ ژیئے چھکن

قہر خفگ نار چھُی سر بابہ چپانو

جنت الفردوسی ٹیٹھ سایہ چانو

تیر دانس بارہ داس منز یہ چھُوس

نار چھُس سر تا بپاتھ شایہ چھُس

یام سینس کُن ایون چھُس از کمان
سِینہٕ کُن پرٕ دن وچھن چھُس بیگمان

اوس نے سینس اندر قلبِ سلیم
خوفہٕ نِش فارغ تہٕ بیٚیہ خالی زٕ بیم

پارہ پارہ چھُس کرن تتھ تہرِ سیت
چھُس دلن تتھ جامہٕ خونچہ لہرِ سیت

قلبِ مومنِ ہیو اگر صٕی صاف اوس
اندرہٕ نبرِ صٕی ہیوٕی شفاف اوس

تمچہ گرمی سیتھ زوٗ سینن میٚیہ آب
تیرہ منز لفشان چھُم شبنم تہٕ آب



# شہنشاہِ عالمگیرؒ تہ پادریہ ہبسنز کتھ

براندہ کیئن اورنگ زیبئن آسمان

گورگانی خانداننگ اوس شان

مسلمن ہند درجہ گرمنت تمی بلند

شرع پاکک اوس تس عزّت پسند

گرم گو دینگ تہ کفرک پا ہم جنگ

تیر دانک شی پتم سانوی خدنگ

اکبرن الیس بیول پُول الحادہ کی

فطرتس دار استدس منزوانو سی

شمع دل سینن اندر اوس زہر مُنتی

سانوِ ملتِ ظلم و شر کن دُمنی

ژور عالمگیر بنِدِسس منز حقن
تس فقیرِس منز اتھس کرِ تل شوین

امہ سِپُنس مردہ دینس زندہ کرِ
نُوی یقین سینن اندر بیٹہ پیدہ کرِ

برقِ تیغن زُوّل گِن الحادہ کی
شمع روشن کُرِ تمیِ اسلامہ کی

بے مزہ اپزی بناوِک داستان
تسندِ ادراکک گُھجر ماپزِ زانان

ظُلم کُرہس تیوتھ وچھِت چُھم دل ملان
اشکہ بدلہ خون چھس چشمو ہران

پوہ نبراہ توحیدہ کے شمعک شُراوس
زن خلیلاہ ہیو شُرہ در بتخانہ اوس

اوس شی شاہنشہن منز بے مثل
روضہ تمسند وچھتہ فقرچ نیر شکل

تاج تس شوبن سو شوبن پر سریر
فوجدارا پادشاہا اکھ فقیر

صبحسی گو سیر کرنے جنگلس
اکھ سپاہ پایا وفا بیہ سیتھ تس

بیٹھ گیلن تسبیح پران آس جانور
مست تہ سرخوش گیمت وقت سحر

محو گومت پادشہ اندر تماشہ
منز حقیقت خیمہ دِتھ ژاو ازمجازہ

تام اکھ پادر سپہ دوران آو
لگو کرزن پالن کوہن پتھ لرزہ ژاو

شکرکن افسانہ سنز لب خبر
پنجہ لائین بادشاہس یہ کمر
بادشاہن ڈیشنے خنجر کڈن
پادری شیرس شکم یکدم ژٹن
بیم دردل بادشاہس کا شہر نہ گو
شیرقالین ہمیوشہ سہہ برخاک بیو
بیہ سپین مشغول ہی اندر نماز
اوس زان معراج تمسند ئے نماز
کیاہ دِلاہ خود دار تہ بیہ خود شکن
مومنن ہند سینہ چھی امہِ کی وطن
بیش حق ہستی بنیں
یا طلس نش زندہ ہستی تھادہ ون

گرنہ اَے نادان ہیُنْھوی دل ژِہی تیار
آنتہ تیو تھ زانہ پانہ ہیُتھ منز شوبہ یار

گِندزوس نہ بازِہ منز ہیتھ بأزی رٹھ
زال ؤہرادِتھ نیاز ژک ناز رَٹھ

عشقہ نارہ زال ژِہی اندیشہ غم
حقہ سُندوی بوہ سلاوین ہیہہ سُندی دِہ دم

خوف حق ایمانکوُی عنوان چھُی
غیرہ سُند ڈر شرک زان پنہان چھُی

# شیٖم فصل

## دۄیِم رُکُن

# رِسالت

تمۍ خلیلن ترٲو فانی رُٹ لقا

نقشِ پا تمُسُند چھُہ نبیٖن رہنما

اوس سُہ باری تعالیٰ سُند نشان

مشتہ دِلس ڈینگ تمنا تس نہان

پیچٕی تمِس بیدار چشمو اشکہ جوے

ژھِہ ابتٕی تمِس پیغام لوٕے

ڈُدو نا آباد فرماوِتھ دِتٕن
سنگِ بنیاد کعبہ کی تھاوِتھ دِتٕن

تتٔے عَلَیْنا کِس نہالس لوٚگ زٕگی
سوٚنتہٕ سانہِ کی کیاہ لوٗ ی دستور زٕگی

پانہٕ پیدا کٔرِ خدایَن پان سانو
از رسالت پیدہ کٔرِ ثمو جان سانو

عٔسی اٗس آوازِ رٔشس حرفا مگر
گو رسالتہ سیٚتھ مصرعہ خوب تہٕ

دنیاہس منٛز گٔے رسالتہ سیٚتھ پوٗرٕ
دین و آئینَس رسالتہ کی چھی نوٗرٕ
سانو لچھ ییٚد کٔر رسالتنی کوٗتی

جزو جزوٕک شوبہٕ مازاہ بیوٚن بیٚنوی

تس چھُ پھیپھہٕ ہی من تُریدیا گُنبدٕ شرف

حلقہ گوٚنڈ اَند اَند تمی اسہٕ ہر طرف

ملتنک حلقے چھُ ہوٚرہ راوُن محیط

تتھ چھُ مرکز بیٚنز بک ارضِ بسیط

تسندِ حکمہ ملتنک اتمام اُس

عالمن کیتوٚ رحمتک پیغام اُس

تسندِ صدرہٕ منزٕ چھُ اُس آسرتی تھن

موج ہی یُنغ یُنغ منزہ بیٚنغ بیٚنغ گرِتھن

کعبہ سو نوی پاسبان منز باگ اُسی

نعرہ دلیوان شیر زن در غار اُسی

میانہٕ حرفنک معنہٕ تحقیقے کرکھ

بوٚد بنکھ صدیقہٕ سنز اچھ تز وچھکھ

قوتِ دل تہٕ جگر سینی نبیؐ

از خدا محبوب تر سینی نبیؐ

مومن قوت دِلک تمسنز کتاب

ملتچ شہرگ چھ دردستِ جناب

موت چھُی دامن تسندا ز دست دِنو

وادہ ہر دِکہٕ لنجہٕ نش گُل زن ہرن

زندگی قومس چھ تسندی برکتہٕ

صبح فُل تمہٕ آفتابکہٕ حرکتہٕ

فرد گرٕ زِندہ حقن ملتّ تمو

ملتّس تا زندگی دِژ مژ تمو

ہمنوائی سانیہٕ ہند باعث تمے

غرض تہٕ مقصد گنڈوی آقا تمے

ہمنوا ئیلہ گِے سینٹھاہ وحدتِ سِینز

وحدتِ تجی سے پوخنگی مِلّت سپیز

وحدتنگ گنڈ کرِہ تجی چھپے زندگی

کُن بناؤں مسلمن دینِ نبیؐ

اسہ جُچھ مہنجہت دین فطرت از نبیؐ

زاجؑ مشعل اسہ براہِ سرمدی

اُسی جچھ گوہر صدرِ بے پایان تسّند

اُسی جچھ پیچان اِنتہ جُچھ الکھ احسان تسّند

سانیؑ وحدت شوبہ ما از دس گرنھینی

سانیؑ ہستی تا اَبد شوبہِ مارثھینیِ

تُمی حق اسہ بِنِ نیہہ کتہ ختم کُرہ

تَسّس رسولس نیہہ رسالت ختم کُرہ

اُسی جی رونق سارنی ایاّمنی

مرسلن سُنی ختم اُسی اقوامنی

تمُی جی اُسی ساقی سَبادِ تھ ہاو میت

آخری ساغر تمُی اُسی چاومیت

لا نبی بعدی چھُو احسانِ خُدا

دینِ نبیٔ شوب پیٹھے اِی با خُدا

عزتک سرمایہ قومس اکھ نبی

سانہِ ملّی وحدتک سرّ اکھ نبی

یم اُذِ ساری نقش کُرِی باطل حقن

دینکوی شیرازہ کُر کامِل حقن

جامِ حقک دام چھُی مُسلم چھن

نغرہ چھُی لا قوم بعدی کُی دیون

# ستیمٕ فصل

## رسالت محمدؐ یک مقصد

ماسوا نِشِس امتّا لےٚ گانز چھے
شمع نبیٚس پٮ۪ٹھ گیمژ پروانہ چھے

وحدہچ گرمی چھ تس سینس اندر
شمع زن خورشید کِس سینس اندر

عالماہ رنگین نوٗمی رنگہ سیتٟ
ادس تس بتخانہ تہٕ کعبہ سیتٟ

انبیاہ تہٕ مرسلن چھی بابہ تس
متقی تس آسہ چھوی اکرام تس

کُلِ مُؤمن اِخوۃٌ تس منز دِلس

حُرّیت ملہٕ وتن چھُ تس آیاوگس

اِمتیازن ہٹیتھ تمس کر صیر آد

ہیتھ مساواتک دلس منز ایہ آد

سرٕ ہی فرزند تس آزاد چھی

تمہ پُرتھ قالوا بلیٰ دلشاد چھی

سجدٕ گی شوبن ڈکس ہیٹھ چھس گلاب

بوسہ چھس پادن دلون زون آفتاب

# اٹھم فصل

## بوعبیدہ سُنز تہٕ جابانہٕ سُنز کتھ
## اسلامی برادری ہندس معیس منز

قیدکھ آکھ مُسلمن جنگس اندر
لشکر ایرانٕکی لیس اوس سر

ابرو چھوپت گبر لوڈ عیار اوس
حیلہٕ گر فن باز تہٕ مکار اوس

قیدین تھو بیر تر حالہٕ نِش بے خبر
گرتمس دِتھ بینہ ناو چھ تمی خبر

جان بخشی قیدیٰن منجہ مسلمس
مسلمن منہ ہیوا امان منگو مسلمس

مسلمن کمر تل ہنین تھو در نیام
خون بالنس ہیٹ تسند کرہ تمو حرام

کاوہ بانی خیند طرہ یامت چاک گو
ناریام ایرانین منہ خاک گو

تام گو ظاہر زہ سی جاپان اوس
جنگجو مشہور در ایران اوس

مونگ تمو قتلگ اجازت افسرس
مکر و فن ظاہر کرو کہ نش سرورس

بوعبیدہ اوس سرور فوجکوئی!
فوج اسلامک سمندر موجکوئی

توڑہ دپونکھ سون پیمان گو گنی
سا نہ جنگچہ تارہ توں تاں گو گنی

نے چھنا عثمان ولوذرہ سینز اَگے
ئے بلالہ سینز تہ قنبرہ سینز اَگے

پرتھ اکھاہ آسہ مشرا بین چھی ملتک
ہیو ہیوی آسہ صلح ؤکین چھی ملتک

پرتھ اکھے بنیاد بر ملت تھوی
ملتک، فردک اَگی پیمان بنی

گرچہ جابان دشمنی اُدس اوسمتو
مسلمن اَگر چھی امان تس بخشمتو

رتھو تمہ آسی لشکرہ خیر الانام
کمہ تلے ہیٹھ چھی مسلمانن حرام

## اِسلامچہ برابری مثنز سلطان مرادین ہنز
## دُسلہٕ بینتھ گتھ

اوس اکھ گلکار در ملکِ خجند
کارِ تعمیرس اندر بوٚڈ ہوشمند
کرٕتھی فرہادزادن در دیار
شاہٕ مرادنہِ حُکمہٕ اکھ مسجد تیار
بادشاہس گیے عمارت ناپسند
دِل دَدِس گوٚ خشمگینِ مثلِ سپند
نارٕ لگ چشموٚ کِنی میٚرن شہس
ژٕر ژٕٹن کاریگرس تَل خنجرس

پوٚنگھ نرِ سے کٔرِن خوٗنٔکی دریاو ترٕس
آدٕ قاضِس نِشِ وٕزِیرن عرضی ترٕس

صالعا زن سُی لدٕر میٚو گین ژ مان
جوٚر سلطانکھ وُنان لُگ داستان

حکمِ حق پیغامِ حق گفتار رچھان نو
حفظِ آیینِ محمدؐ کار رچھان نو

بادشاہن منٛد بوٚکرٕ حُض چھیٚس غلام
حکم چھُم منظوٗر شرعکٕ لا کلام

قاضیَن ژھٕکھرٕ آپ دٔند وسیت لب
بادشہ دربارِ ہی منٛز گو طلب

خوفہٕ ڈٕول رنگ بادشاہس روٗ گیوٚ
ملِژمار ہیٚتو بیٚتھ قاضی وانوٚشی

از خجالت اوس یادن کُن وچھن

چہرہ اوس زرن گلالہ سُمبرن !

اور کُن اِستادہ اکھ مزدور اوس

یور کُن شاہنشہا مجبور اوس

دُپ شاہن شرمندہ چھُس خجلت گیم

جُرم کی اِقرار چھم لُس مر گیم *

قاضین پرِ فی القصاص آمنت حیات

زندگی ہُند چھِی آمِی قایم ثبات

بندہ چھا آزادہ ستہ نش کم سنا

دُسلہ سندِ نش خونِ شہ رنگین چھا

یام شاہس حکمِ قرآن گو کنن

تام لگ از آستین سی نرِ کڈن

مستغیثن نِش رٔٹ یوتھ حالا وُچھِن

آیہٕ بالعدل و الاحسان پرٕن

لگ ونن لِلّٰہ خطا کو رِمس معاف

بہرِ احمد مجتبیٰ کو رِمس معاف

بیٹھ سلیمانس سپیٖز رِئے فتحیاب

غور کرو وچھ قوتِ اُمّ الکتاب

آغہٕ تہٕ نوکر قرآنس نِش ہیوٗ

لیٖشمی مسند وگوٗتس نِش ہیوٗ



# اسلامچہ آزادیہ تہٕ کربلاکہ واقعاتُک سِر

عہد و پیمان یم خودائیس بیعت کرٕ
سُی خودائن شر کرنٕس آزاد کرٕ

باجی وۆڈھ چھے مومنس بینیہ عشقہٕ سِی
سۄن ناممکن چھُ ممکن عشقہٕ سِی

عقل چھے خونریز لوٗڈ خونریز عشق
پاکین چالاکین منٛز تیز عشق

عقل چھے تجویزہ کران پیچن اندر
عشق چھُ پولو گنڈان میچن اندر

عشق چھُ شاطر بنتھ پاوان شکار
عقل تراوان زال بنتھ چھے مکار

عقلِ چھُی سرمایہ خوٚنِک بیہ شکُک
چھُی یقینِ مُحکم ترٕ پوٚک عشقس حقُک

عقلِ ہُند تعمیر چھُی ویران گرٕھن
عشقہٕ کیٚ ویرانہ عالی شان بنُن

عقل چھےٚ سرٕج واوہٕش اندر جہان
مُہرِ عشقُک مُشک ہنو کرٕ چھُی گران

عقلِ ہُند پٔرٕژھِ گارِ ٹیٹھ سورُوی مدار
اَتھ لباسس عشقی کوٚر پارہٕ پارٕ

نیرِ بروٚنہہ کُن عقل دِیوٚن مشورٕہ
حُکمِ عشقُک، امتحان دِتھ گرٕژھِ سرٕہ

عقل ژھانڈن دوستی اغیارٕ سنٛز
برٕلٔت عشقس چھےٚ فقط تس یارٕ سنٛز

عقلہ پٹیھ لسیں شادگو آباد گو
ںیدہ لیس عشقہ سیٖن آزاد گو

عشقہ بیی آرام جانک حرّیت
عشقہ ناقک ساربال جھی حریت

بوزمت آسی ژہ یلہ در وقتِ جنگ
عشقتی کو عقلہ منہ قافیہ تنگ

عاشقن منہ پیشوا ابنِ بتول
تھوڈ دتہ سیوٗ دسر وادر باغِ رسولؐ

بابہ ب بسم اللّٰہک باللہ تس
پاتہ سی ذبحِ عظیمک نکتہ رس

اوس سی شہزادہ بوڈ عالی وقار
دوشِ ختم المرسلینک رت سوار

سُرخرُو گو عشق تسندی خوٗنہٕ سیت
گوٚیہ مے قرع شور خ آمی مضموٗنہٕ سیت

اُمّتس منز شانہٕ لوٚڈ عالی جناب
سوٗرہٕ اخلاص ہیوٗ زن در کتاب

موساس، فرعون، شبیرس یزید
سیٖتھ سیٖنہٕ تھو قدرتن پٔرزٕ گو پدید

قوتِ شبیرِ ین کوٚر زندہٕ حق
موٚد باطل حسرتن وٹوٚنس ورق

رشتہ قرآنک خلافت لگیٚہ ژٹن
زہر چیٚہ حرّتین لبس لگیٚہ نٹن

جذبہٕ ہتھ سِر جلوہٕ تھوٚد وتھو امتک
ایم قبلک رٲود ہتھ کھنو ہمتک

کربلاکِس سرزمینس پیٹھ تہ گوٚ
تمی گلالہ تتھ زمینس وُونہ گوٚ

ظلم و طغیان تا قیامت گوٚ فنا
پیدٕ گوٚ خونن تہنٛد اکھ گلشنا

خاکِ خونس منٛز حقس پیٹھ تمی زتھر
لا الٰہ کُت تمی بنا اکھ قلعہ کرُ

مطلعٔ تس بادشاہی آسرہ ہے
مختصر سامان ہتھ کرٕ نیر ہے

تم یزیدی ریت ہی زن بےشمار
ہم عدد یزدانہ کی یُزدیار یار

ہیر سُو ابراہیمؑ دا سماعیلہ سند
غنچہ اجماکی تیٚلیت گوٚ پوشہ گند

پوخته عزم کنک ته ارادِ کر استوار
دوڑ ته محکم تیز پکوڑن کامگار

تیغ ٿو نکھ چھِی غرض ڈیشک تھرز
حفظِ آئین چھِی تھوِن مدِ نظر

عبدِ مُسلم غیرِ مُسند کیا نِدہ چھا
پیشِ فرعون چھِی نمئ نِڈمندہ چھا

خون تسندی نن کرِتھ اسرار گو
نندرِ ہیوٚنت ملّت اَمِی بیدار گو

لا پرِن شمشیرِ حق درائے اتر نیام
باطلس رگ ژھلِن سینن تمت تمام

نقشِ اِلا الله لیکھوٚن پیٹھ متقلس
نیٚن شہادت ثبت گے منز کربلس

دِیٹ حسینن رمزِ قرآنک سبق

عشقہ نارہ کر شعلہ بہ سینک طبق

شام گو بغداد اگر گو واد گو

عرش عزناطک اگر بہ یاد گو

تا دِلچی دُنیہ چھ اَسہ تمہ بہ تیزہ ٹھن

تازہ تمہ تکبیرہ دُنیہ ایمان گرٹھن

صُبحہ کے وادومیہ بیٹھ احسان تھاؤ

میانو اُش تت خاکس واتناو



# نوٚیِم فصل

## ملت اسلامچ بنیاد چھ توحیدس تہٕ رسالتس پٮ۪ٹھ قایِم۔ کٔنہِ خاص مُلکس سیٖت چھُنہٕ وابستہ

کٔنہِ مقامس سوٗن جوہر چھا گنڈتھ

کیاہ شمس چھا کٔنہِ جایس منز گنڈتھ

سانہِ پیالچہ گُنچہ جوٗر اچھن دٮ۪ہند

سانہِ تاریخ منز چھ روم و شام سند

سوٗن دل چھُ نہٕ ہند و روم تہٕ شامکوی

چھُی وطن تمیہ کی فقط اسلامیہ کی

سائی آغن عقیدہ عمل کر ملنگ

سائی آغن دیت سبق اسیر بحر تک

دنیا ہس یکجان کرہ وکن لِتا

کانہ کس بنیادی بیٹھ گو پنا

سانو آقا رحمۃ للعلمین

سائن مسجد نا مسیت ئے زرین

کہ حقن تعریف در قرآن اُسُند

دعدہ دیتہ محفوظ تهو ئی جان تسُند

تسُند خوفہ گے عدو بیدرت دا

ملتی تہرزا آسے گے لرزاں سیٹھا

کیارہ ترا اجدادنی مُند تمی وطن

شک چھوپا کیاہ خوفہ ما ترا دن وطن

تیز دریا اوس اکھ میدان زن
منڈہ چھیت گو آب لگو ٹیلہ ٹھور ٹن
بیل کرِدِن سانزی آواز نِھاو
جالِوارن قابہ کرِدن پاز تراو
گاڈِ ین سمسار کِس صدرس اندر
نیر ژھی قید مقامہ نشس تیٔر
طرفہ کےیس فیدہ منزہ آزاد گو
زن فلک در شش طرف آباد گو
یام گُل تراون سپنز خوشبو روان
وستنس منز باغہ کس حلیہ دوان
چھِک ژرہ باغس منز گونی جایاہ رتھ
بلبلاہ زن نشہ اکِس پوشس پتھ

زان صبا دارِتھ دِہ فکرِ پیٹھ بار ژٕی

نالہٕ مست گژھ گلشنس ژٕی سآرٕی

وقتہٕ کٔین ہیندان مہٕ پھٔس ہشیار روز

رہرو! راوِ ژہٕ وتھ ہشیار روز

# فصل دہم

## ملّتِ اسلامیٔ بنیاد چھنہٕ وطنس پیٹھ

بھائی چارٕک سِلسلے سارٕوی زٔٹھ
ملتک تعمیر وطنس پیٹھ کرِمُک

شمع محفل ینہٕ کرِ مُت چھُک وطن
نوعِ اِنسانس چھہٕ تیٚنہٕ رتم باگرن

جنتا ژھانڈن چھہ دریس القرار
تا اَحلّوا قَومَھم دارالبوار

دُنیائے منزٕ جنتن نیوٚمُت گُل
چھُی تتانٕک ژھوٚدیوٚن میوٕ یہ گُل

در جہاں اِنسانیت افسانہ گے

آدمن نش آدمی بیگانہ گے

روح گو نیرت ژھری اندام رودی

آدمیت ختم گے اقوام روٗدی

قبضہ گرِ ینہٕ بادشاہی مذہبس

لگ یہِ وطنک گل تمنے منز مغربس

عیسوی دینک تہٕ گو قصے تمام

رہ تہٕ گے شمع کلیسا پٕژ تمام

ییٚو وِستھ کمز ورِ پنتھ پادری

دانہٕ ۆسی ییٚی - آئے تس بے طاقتی

لاٗی لتھ گرِ جا گرس عیسائیو

شولہٕ ہند آئین دنیو ترا وِتھ یمو

مذہبک پوشاک ئُ فٹ دَہریتَن
مرسلا از طرفِ شیطان آگک بیکن

تمّے فلا رنا دِین   کذابہ نی
نمّے اُچھو منزہ سُرمہ کُنڈ انانی

بادشاہَن کیتو تفوکن تُسنی تلکہت
تفو تنا زک بیالو تمّے اَسہ منزدوت

ظُلمتَس کُن فِطرتِ تِچ گراے اَس تَس
تسنُرہ قلمچہ شر اکرِ کُرمہ نیاکہ نیک حقس

تُبگرِی ہیچاو آدر پیشینی
تازہ نقشاہ گُنڈ تسُند اندیشنی

مملکتَ معبود کُرہ دِنینَ تسُند
اَنبہ گُٹس وُن گاش آئینَن تسُند

بوسہ دِیت پادَن اُمِس معبودسِی
کہَو چھے پیٹھہٕ پرٛ تھوٗن تمی سُود چی

اُمسنزِ تعلیمہ دِیت ابزِس ہوٗرر
مکر و حیلَس صنعتَس ہیوٗ لگ درر

خوار گرٕ ھوٗن گرٕ شروع تدبیر تمۍ
وقتہٕ کِس فرٕشَس چھِ حکمت خار تمۍ

عالمس چشمن اندر تمۍ خاک وٗو
مصلحت تمۍ مکر و حیلیس ناو تھوٗ



# کُہِم فصل

## مِلتِ اِسلامیہ روزِ قیامتس تام باقی

جوش وُچھ کِتھِ شونتہ آسِن بُلبُلس

ژٕلِتہٕ لارٕ آسان غنچس نٕ گُلس

ٹُوری چھی آسان زن مہرتِن بٔنتھ

تارکن ہُند شہرزن آمُت وٕتھ

سبزہٕ صُبحکہ اشکہٕ آمُت بُوتھ چھٔلتھ

آبِ دریا کِس سرودس مشٕرِ شونگتھ

ٹُوری آمِت لنگوی اندرٕ گٔمتھ

بادِ صُبحس زن چھُ کھٔے اندرٕ ہیتھ

دستِ گلچین خون چھُے غنچُک کرن

زندگی ہند باغہٕ منزٕ وتھرن کڈن

اڈٕل گنڈ ٹُک کلے تہٕ بلبل گوٚ ژلتھ

شبنمک پیوٚ قطرٕ خوشبوس گیٚ وتھ

یہٕ گرٕ ھون پوش اگمہٕ تہٕ زرن دوہس

کیاہ گرٕ ھیا گمہٕ ستہٕ کس گینہٕ ردٕ نفس

یہٕ گرٕ ھی گرٕ ھی پوشہٕ دٕ آسن تٕھی

محفلاہ نٕ آسہٕ ونن پوشہٕ منزی

فصلِ گلہٕ نشہٕ دٕ بہارچ زندگی

چھُے گلو نشہٕ ژٕ بہارچ زندگی

جبران منزٕ کہایں چھیا گینہٕ گمہٕ گرٕ ھن

جبر ہے اکھ چھیں اگمہٕ گینہٕ وزہٕ پھُٹن

صُبح گٲیہ ماگے تہٕ گٲیہ شام گے

عُمرہ ہند ہم میتہٕ ییٚدی ایام گے

گے سیٹھاہ مَس چیتیہ چھُو باقی وُنہِ سیٹھاہ

خَتم گے یوہ دوہ یگاہ باقی سیٹھاہ

بیوّن بیوّی افرادیلہٕ راہی گژھن

یوٚ ختہ چھے ترکیب سینن اُمّتن

دوستی قایم تہٕ سفرس منز چھُ یار

اکھ اکھاہ نیران بیہ اکوہٕ چھُ یار

ذات بیوّن بیوّن تہٕ صفت چھُس بیوّن بیوّنی

زنہٕ ہمہٕ زنگی لتس چھُ عادت بیوّن بیوّنی

بیدہ سینن کن چھُ مشتِ خاکہٕ لتس

قوم نیرن اہلِ الہ سندہ قلبہٕ لتس

کٔژھُن گبنُر شیٹھَس تہٕ یا ستۍ تن ہندٕ وی

ہیتھ وُرِی قومُک چھِ زان اَکھ دم مویی

تن تہٕ زُو میلتھ چھُ روزان زندہ گژھُن

زندگی قومِچ چھِ ناموسکھ اُچھین

زندگی ہنز کول موکھین گژھُن سند مرُن

ژُونہ کُوی مقصد مشن قومکھ مرُن

مِلتَک چھُی موت گژھُن سند موت ہیو

حکم مانُن اَجلہٕ کی مِلّت تہٕ چھُو

زان آیاتِ خدا یتھ اُمتَس

مُول چھُی قالوا بلیٰ یتھ اُمّتَس

کانہہ پروا مرنٕ کی یتھ اُمّتس

غم نزلنا چھُ ڈکھ یتھ اُمّتس

ذاکرس بٹھ ذکرہ منہ چچی اختصار
مترجمؔ ذاکرِ ذکر تمہ کی آلشار

وُن خدا ئن لطفتوا اندر قرآن
روزِہ روشن ژونگ وَ نیک بیگمان

حق پرستی ہنر ہے اُمت شوب چھے
پہ تھا اُکیں صاحبس محبوب چھے

کُڈیہ کرتل حق تعالیٰ پانہ نیں
حض خلیلِ نیہ گے میلّنے اندرہ تین

زندہ کرہ دین حقس تیزی ترمہ
زالہ اَنزہس باطلس بجلی ترمہ

اُسی علمبار وحدانیت
سِر قرآنگ تِر حافظ حکمتگ

آسمان اَسہٕ سیت بربیکار اوس

در بغل ہیتھ فتنہٕ تاتار اوس

بلہٕ مُشرٕ زوالان تمی تتھ فتنہٕ سی

آزماوان اَسہٕ کلس ہیتھ فتنہٕ سی

فتنہٕ نیوتھ بغلس اندر ہیتھ فساد

تسندِ شبہٕ کر زاد صبیٕ گژھ پاک زاد

فتنہٕ تیوتھ لیتہٕ مُنڈ کران لُیس محشرس

نظرٕ ہیتھ کرٕ تلہٕ کران گھشس محشرس

تتہٕ مشرس بیٹھ دیدن سانی زھر زھر

روزمہٕ آن کرد چھو تیہ بعید اوس گُذر

چرخ کجرفتار سی انتس پیٕ زھتہٕ ژی

یمہٕ زھ اُمس پیٕ آئس اُزکیہ آیتن ژی

نارِ ناتارکِ کہنہ گُلزار چھُی
ریٹھہٕ رپچھے پوش کمہِ دستار کوٗی

نِستا اَسہِ رژ چھِ ابراہیمہٕ سِنز
نِستا آ عِش تہٕ ابراہیمہٕ سِنز

نارہ منزہ پھُلناوِی نارٕ اَسہِ گُل تہٕ لال
نارِ نمرودس کران آسہٕ پوشہٕ مال

انقلابے زہ وتھن در روزگار
تتھ نِن باغس اندر سانِس بہار

روٗمُوک بازار ساڑُی سرد گو
سُرخ رنگ شاہنشہی سہد زرد گو

شیشہٕ تہٕ خم خوٗن گَرسا سانکوٗی
روٗنقِ میخانہٕ چھُٹ لونانہٕ کوٗی

امتحانس منز سپدِن کرٚ مصر پوٗر
تھتھ گو اہرامنی تل اُڈ چھ چوٗر
بانگ سانین تاحال قایم ہیو بہو
سانو ملّت روٗد سالم ہیو بہو
عالمس چھے زندگانی عشقہ سیتھ
یم چھ ہیون ہیون تم رلانی عشقہ سیتھ
سانہِ دِلکے سوزہ گو کمتوز تہ عشق
لا اِلٰہ چے تمبرہ تھو پایندہ عشق
غنچہ زن گیمت اگر دلگیر اَسس
گلستان مرہ موتنے کرٚ گیر اَسس

## نُہم فصل

### نظم

ملتاں نسق ورتہ آئينہ روس جمال
ملتِ محمدؐ ڪا آئين ڇھ قرآن پاڪ

گوَ اگر آئين ٻنُن ٿو ڇھي زدست
لڙهه گنس آواره گو آلس شڪست

مسلمس آئين ٻنُن ڇھي زندگي
ڇھي ٻهڄھي لبس مقصدِ قومِ نبيؐ

برگ گنڈي آئينہ سيٽ تہ گل سيٽن
پوش گنڈي آئينہ سيٽ تہ گند سيٽن

گرڳيمي آئي الطمس اندر غنچہ سيٽن
شي پرليث النسا باهم گگي غوغا سيٽن

شہر ٹھس منزلن ہواوچ اکھ گلن
یام گو پابند لُجر اَدہ نے وزن

زانہ کہاہ آئین چچہ چپالونی کیاہ سنا
عزت تک سر چپالو در دُنیا چچہ کیا

چچے کتاباہ زندہ قرآن حکیم
تا قیامت پوشہ دین بخوف و بیم

زندگی شہدہ چچی فنا مک راز سوی
چچی فناہس کتیو بقاءِ مک ساز سوی

خوف ماتر ہس شنگ تبدیلہ کوی
آیہ ماشر متیدہ کاشہر تا دیلہ کوی

خاص سود اینخہ تُمر کی تدرہ سیت
جام ٹکران بلمر ولٹس کن زدرہ سیت

جھی غلامن نتھ کرن آزاد سی

سی سبق صیدس دیون فریاد گی

آخری پیغام انسان کیتوشی

رحمۃ للعلمین انو منوشی

رنبر دیتھ خوارن کران ہمی ارجمند

سجدہ سیت نندن کران جھی سر بلند

رہزنو پلہ تھو ژئس راہبر سین

امہ کرید کیتہ سیت سر دفر سین

آس یم صحرا نشین گے بارغ باغ

علمہ کے انوارہ گے روشن دماغ

بار ظورت ما چھو امہ کی ژد ظلمت

آسکا نکھ تیلہ تیتو امی گو ظلمت

سارٕ امیدک چھِس لعل و گہر

سِی وِہن سانِن چِھن سینس اندر

آبہ رٕ دۄشتی ہیتر میدانک جوان

سُرخ اَچھ دۄد مُت جگر پیٹھ آسیہ تان

ہر سُو سندرٕ نش ریشہ چھکن اوشِن لنسز

شہر چھہ تراوِن تارزٕن اوشِن لنسز

تراوِ مُت بستر گلس نٔل تمی پٔتن

کوہِ کمہ رنج کرِ تِھ گے وتھرن وتھن

پھیرِ وُن ترانیا سنا، اندر چھیہ کیاہ

پھیرِ دِتھ آوارہ، خضر س زانہٕ کیاہ

یا مُقرانکہ دِلس لگ تس تژر

گیہ تِمس سیٹھے تاب دِل مثلِ گہر

روشن آیاتن ہندوی پوہ ئی سبق
چاکرا آدے آغہ دراؤ از پیشِ حق
ڈوئے نامت قیصری ہند باجہ ئی
تھو کھورن تل تخت تر بیہ راجہ ئی

شہر گے آباد تسندے پایہ سیت
دُنیا مں ٹھلی بلغ تسندے سایہ سیت
یکر سومو کیازہ وُل ایمان چانو
کافری خصلت سیتن زندان چانو
زئے کتھی قرانِ پاکر نِش ژ تھ
وتھ سھاہ ناکارہ کامن گن ژتھ
ژئے مسلمان زندہ روزن چھکھ پڑھان
کیازِ چھوت مشرا دمت ادہ ژئے قرآن

زاہد الپشمینہ پوشا حال مست
نغمہ کی نشان چھو کر مت قال مست

تازہ غزل تہ نارہ چھس دیت منوں دلس
کر پڑھن قرآن پیران منز محفلس

تاج دستار ک نہ گوک راج لس
ہر صبا الیہان نیاز ک یاج لس

وعظ خواں چھی لوز ناون داستان
معجزہ کم تہ کر یک تھر تا آسمان

تھد محدث پنہ پنہ سی گفتارہ کن
عالمات ذک چھو سی کر دارہ کن

کر تلاوت رات دوہ پکہ پڑ کتاب
حل کری حق مشکلن بیہ چھی ثواب

# تروٚداہم فصل

## تتہٕ کس زمانس منٛز چھہ نۆو اجتہاد کرُن
## نش بزرگن منٛز پیروی کرنٕ سیٹھاہ
## بہتر تہٕ افضل

ییتھ زمانس منٛز کرُن نۆو اجتہاد

زان دگو دینس دِنن منٛزن فساد

پیروی لایق چھ کریم کم نظر

اِقتدا پرانن بزرگن منتہد ژٕ کر

عقل ما طمعن تہنٛز فرسودہ کر

کام ما غرضن تہنٛز آلودہ کر

غور پرانن منهن سٺاه باريڪ اٿس
طور تهندي بانيءَ نزديڪ اٿس
فتنه شاندس تل ڇپيتهه وقتش سٺاه
دل ڇپ بي پروا نه آفت گر سٺاه
ذوق جعفر فخر رازي ٿندسو غور
ملتگ عزت شونگهه نه شوي بگور
تنگ گئي وتهه دين پاڪ احمد ج
مُرڪ ڪنهي آئين پاڪ احمد ج
ديهه ڪيئو مير وشئي بيگانه ڇهڪ
رهڻ ڪنهي آئين اگر فرزانه ڇهڪ
ڪهن ڏسن نه نقش ڏي توحيد ڪي
ڪار گر ڇهي نسخه نس تقليد ڪي

زندگانی مہندی طبیبن ڈینی یہ کتھ
اختلافک سہ ہیچن قومن چھو رُتھ

زندہ چھی مُسلِم کِنی آئینہ سیت
زندہ دین قرآنہ کی آئینہ سیت

اُس چھِ سارِی مرزِ دِل آگاہ سُی
نارِہ کر لتس تھف چھو حبل اللہ سُی

آتھ بیس منز مختہ کھُل زان سُفتہ گژھ
ورنہ ین لژھ لژھ گژھت آشفتہ گژھ

# ژووابہم فصل

## قومی سیٹرنگ وار ویدارچھ شریعت چھہ پیروی پٹھنہ نیس

بیاکھہ کاتہہ مقصد ژہ نشر عشں مشرہیہ ژناہدرط

نیہشیشہ سس کیفوہہ مختہ وا قتس امشر ہیہ ژطاہدرط

پانہ گرہ ولن حچھی خدا اتھ گڈہرسس

ظاہرس قتی باطنس قتی گڈہرسس

شرعہ رسس کاتہہ علم علم حق حچھہ نہ

حچھی سنت عشقک سبق بیہ کینہہ حچھہ نہ

شرع انسانس یقینک زینہ پاو

ستی متقامس واتہہ تھف پور تھاو

جهڙي شريعت ملتي بخشين نظام

ٿو نظام ۾ پختو روز ڪ تا دوام

علم شرع سيت اکوطاقت هرن

تنهي عصا تنهي يد بيضا بڻن

بوزيا جهڙي شرع سر اسلامڪوي

سر يهوي آغاز ڪوي انجام ڪوي

جهڙي بڻن ڙي حڪمت ڏينگ اين

بوزنا ڏي نڪته شرع مبين

ٺاڪ اگر ڪا ٺڙها ڪري زامي سبب

ڙئي ادا آسي ڪرن ڪاتهه مستحب

مستحبس درجه فرضڪ دتو تمو

زندگي اده نا وٿو قدرت تمو

دشمن ہنز فوج اگر جنگس اندر

غالب گے آمیدہ سپنی بے خطر

کاروبارس تھاوِ معمولس اندر

قتلہ قلعس تہ حصارس تی اگر

بختہ بیت ثابت تہ کرہ ہنز نتی پناہ

چھی اتھ تسندیس حلس اندر گناہ

حکم عقلک سر ژہ زانکھ با چھ کیاہ

زندگی خطرس چہ حیات بے بہا

چھی شریعت ای منگن یلہ اکھ جنگ

نارہ بنہ پے پھالوک شستر تہ سنگ

زورہ بازو جان آزماوُن تہ چھ

کوہِ الوندس تھون چھی روبرو

بچھی ونن کر سرمہ بال الوندسی

تا وہ خنجرہ کے زٕہ گال الوندسی

چھاونن کمر دِہ تیرِ سس لاغرس

بالمقابل تیر زٕہی شیر نرس

عادٕیے گو پاتہ بہنک منز ژٕرن

تَس شکارک بال پر سادی پَہرن

چاۍن نباضن طبیبن شارِ عن

قدر تنک کیاہ نسخہ لکھو مُت منِ وٕعن

نار فولادی بنال بچھی عملہِ سیتھ

رتبہ تھد حاصل چھو سیٹھن عملہِ سیتھ

پھٹمتے آسک کرہی بیہ استوار

پختہ سینک زٕن بنک زٕہی کوہسار

